قبل ان تموتو چھوی گواہ　　عارفن بہ تحقیق گو بانْد

# گنجِ وحدت



من تصنیف

شاعر نامی گرامی پیر محمد امین شاہ ابن پیر قطب الدین شاہ صاحب مرحوم
تخلص شاہ امین ساکن شیخہ ہار تحصیل پلوامہ کشمیر۔

بماہ رمضان المبارک ۱۳۹۱ھ مطابق اکتوبر ۱۹۷۱ء
شائع ہوا۔

کاتب غلام محمد مندوی

تعداد ۱۰۰۰

Sheikh Mohd. Usman & Sons
Book Sellers, Publishers
Fateh Kadal, Srinagar - 2

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# غزل نمبر ۱ ۔ الطریق یہ

لا الہ الا اللہ کلمہ آو ابتدا بنیاد کر تو سرے
غافل پانو غفلت ژی تراو دید وسیت پر زہ ناو

کلمک معنے لل پانہ زانے گباہ چھو اندر گیاد نیرے
بی در عالم تی در آدم راونس منز ژی راو

شریعتکی چھی جامہ نالی طریقیت دراو آگرے
حقیقتہ سیتی ووتس بمطلب معرفت عارفن آو

ننہک جامہ ژٹ لقہ حیثیہ وٹ محیط وچھک مخورہ
گوش در چشم تے چشم در گوش تھاو تتہ وچھ اتھ کیاہ آو

ژوشوان طرفن گردیبر کعبس ربہ سند سوی چھوی گرے
حجرالاسود تنتہ بوسہ کرنوی توره کیا والیس آو

عاشقن تحقیق لنہ چھوی پانس ووٗس تنہ پی ستشدرہٗ
دمہ دمہ بر دمہ ون دلو پانس چھوی ونان توے ناو

حضرت سو نوی کھوت معراجس تاج لنس تھوک برتے
نبوت یوک براق تیز ووت یٹ عرشس یکنیق نوشسنہ واو

دوستس سیتی گو دو میلت فرق ماروز اکھ ذرہ

ندا آو نبیس چھوک اُدن منی سوی با خبر بی ہت آو

نورس ظہورس دو لوان بل گو معینہ بوزہ باخبرہ

مَنْ عرف نفسہٗ فقد عرف ربہٗ حدیث ات گواہ آو

معراجِ عاشق چھوی گرہ نینے دبوز کرہے سرہ

کیاہ ذرا و حیات کیاہ درا و ممات حیاۃ النبیؐ پیزہ ناو

دل ژھی سرہ کردانا وکنت ییو دل چھوی سمندرہ

دل چھوی دریا محیطِ مَا وراء تتہ ژھیہ نوحہ سفر ناو

نمہ منزہ آب درا و آب وان کنہ آو زان کریمہ بوہ سرہ

وجعلنا من الماء کل شیء حی تت ییو حیاتی ناو

تت شایہ منزل رعاشقن دیدار گوڑہ مارتن اژورہ

نفسانیت چھے نقصان وسِیس محشرہ نا بی گراو

شاہ امین پران تتہ دیدارس کل ییہ چھی دفترہ

ونحن اقرب من حبل الورید کنت کنزاً ظہرا و

## معراج

عاشقس معشوق چھوی گرے — معراج ہردم سوی کرے

ژھاے دور کرما چھے ظفرے — معراج ہردم سوی کرے

عرشس تہ فرشس منز خدا — انہ ابتدار تا انتہا

من عرف نفسہٗ لیس سرے
قبل ان تموتو چھوک گواہ
زندہ مودلیش تسن گیاہ مرے
کنہ بوزم حق سترہ
بوزان تی گژھ ای پرے
تت تاثیہ واتت گوم ندا
وچھتن ژہ چھوی ہینہ نے گرے
ژن دیتہ پانس ہیرہ ژن
دیدن چھو دیدار گرہ گرے
چھوی جوہراہ ژہ زبدن
تھزرس ہبھ روز نظرے
مجنونہ سند پاٹ شاہ آمین
چھے لیل بہت میانے گرے

معراج ہردم سوی کرے
عارفن یہ تحقیق گو باللہ
معراج ہردم سوی کرے
پالان چھوی تی میون روح
معراج ہردم سوی کرے
حیوۃ النبیؐ گو سوی باللہ
معراج ہردم سوی کرے
کل شئی یرجعو چھوی اصلاً
معراج ہردم سوی کرے
عاشق بنت پر زہ ناوتن
معراج ہردم سوی کرے
دیوانہ گومت آفرین
معراج ہردم سوی کرے

## ندائے غیب

ندائے غیب چھوی در من
صحیح محفوظن گژھان مانہ ہین
گذ دگر لامکانس منز

ژہ گژھ شب و روز تی بوزن
ژہ گژھ شب و روز تی بوزن
وچھن گیاہ چھوی رسا مانہ سنز

اژت منزراولس منز راون
برت لس شینہ خانن مے
فران سوی خاص الخاص ن
چھوعینس لفظ غین پیوس ناو
سولفظ یخنۃ کر موختن
وچھوم ایرت سوزاویل زال
مہ ذژمن لوٗبھام کالہ سرفن
اچھوسیت بوزیہ اندریم سوز
چشم ہیری ژہ منز چشمن
اداکر بانگ تے صلوات
موژرنے تہ ژہ ادہ جنتن
امین شاہو کنن کن دار
ہن عرف نعمنہ سم یہ سرتن

ژہ گژھہ شب روز تی بوزن
جوان عاشق چھے پے در پے
ژہ گژھہ شب روز تی بوزن
یہ لفظ یخنۃ منزے دراو
ژہ گژھہ شب روز تی بوزن
سیاہ زلفو مہ وولہم نال
ژہ گژھہ شب وروز تی بوزن
کنو سیتی ژہ وچھنے روز
ژہ گژھہ شب روز تی بوزن
تتے گیاہ وعدہ دِت اک رات
ژہ گژھہ شب وروز تی بوزن
وفادار چھوی ہین یار
ژہ گژھہ شب روز تی بوزن

## دیدار

اندرہ نبرے لبت چھوم یار
مہ چھوم درخانہ سوی خانہ دار
کنن یامت گیم کنہ دان

مہ گر دیدار گرے ہنہ نے
مہ گر دیدار گرے ہنہ نے
ژہ چھوی نزدیک گرے استان

وچھُن سرہ کروہ سوی پردہ دار
ہوالموجود و چھک پانے
کران سوی خود بخود گفتار
وراء الوری ما ورای
من وراء محیط لبک انوار
اژت کھنس و چھوم کینہنے
چھو کھینس کھنکوی ملہ ژرار
نہ چھوی تتہ کفرنے اسلام
نہ تتہ کلمے نہ تتہ زُنار
یہ دنیا زانتن غفلت
چھو گاہے نور تہ گاہے نار
مہ پان پانس کرُم سجداہ
یمن بردو ہٹا تہ وچھوم اغیار
گرس اکسی چھو شو تہ شیطان
طماہ تراوِت سماہ ژہی ژھار
زندے لوگس مود مری کر زاہ

مہ گرُ دیدار پنہ نے گرے
ژہ گژھ دور غیب غیبانے
مہ کر دیدار پنہ نے گرے
سعز محیط یہ گو واللہ
مہ گرُ دیدار پنہ نے گرے
وَزان پانے وچھم دردہ نے
مہ کر دیدار پنہ نے گرے
نہ تتہ مومن نہ چھوی رام رام
مہ کر دیدار پنہ نے گرے
سرک مولا تہ چھوی جنت
مہ کر دیدار پنہ نے گرے
وچھوم انہ کعبہ تے مولا
مہ کر دیدار پنہ نے گرے
بتو کل من علیہا خان
مہ کر دیدار پنہ نے گرے
امبد ہبت بی چھو امین شاہ

توے منصور لدگ بر دار
مہ کر دیدار پنہ نے گرے

# عشقہ سوز

موت کرنس عشقہ سوزن تہ لولو
منہ لشہ سیر ھقولو کن تہ لولو
گنٹہ اندریے پرزہ ناوکنہ چھوی اگاہ
سنہ دبدارنس دیدن تہ لولو
اندرہ بوزان بیندرانلوی درباہ
چھندرادنس بیندرازن تہ لولو
سنہ ہندوی بوزان گڑھ نیے
بے کرمت چھوی روحن تہ لولو
کنٹ وایان انہ چھوی جنگ رباب
بٹ محرم کر دردن تہ لولو
کنھ واریاہ سرہ کرنو اکی کنھ
چھوی معرفت لشہ عارفن تہ لولو
گاہ ڈرنہ تے گاہے باندہ جشنے
رونہ گوڈہ کے بوزتر وفی شرونہ لولو
یاقمر چھی بولان ہو ہو ہو
ابرہ ہیوونم امی دہران تہ لولو

کونہ روزان چھک بوزان تہ لولو
کونہ روزان چھک بوزان تہ لولو
کھٹہ کیاہ سوی ییم وچھ دیدو شاہ
کونہ روزان چھک بوزن تہ لولو
ہرہ باسان لولہ ون جانا وانے
کونہ روزان چھک بوزن تہ لولو
سنہ منترے مشغول بے سپے
کونہ روزان چھک بوزن تہ لولو
چھوس بوزان گوشوگوس بے تاب
کونہ روزان چھک بوزن تہ ولو
گنھ گیہ سوے یت منترا سہ معرفت
کونہ روزان چھک بوزن تہ لولو
گاہ یاتھر دایان گاہ سوہ رنے
کونہ روزان چھک بوزن تہ لولو
اندرہ سنرے ہرہ بن پانے سو
کونہ روزان چھک بوزن تہ لولو

شاہ امینن پالس لشہ دچھو شاہ — رنگہ رنگیے مستی رنگ کا گتیاہ ۱

یا نہ بے رنگ سرہ کرق تہ لولو
کو نہ روزان چھوک، بوزن تہ لولو

## سوزِ بیندراز

سیر بیٔہم زبیرہ بم لشہ مے چھومے — سوزِ بیندراد مبدم لشہ مے چھومے
ارض و سما بیدہ گرنے دوہ تہ رات — عرش و کرسی لوح قلم لشہ مے چھومے
بوز مسجد خانقاہ و آستان — کعبہ و بیت الحرم لشہ می چھومے
یا بناکہ شوانہ بوز کھ سیرِ حق — دیدنی دیدار ہردم لشہ می چھومے
نیک بختنس شاہ بہت بر تخت گاہ — شاہِ عرب ماہِ عجم لشہ می چھومے
بیر تحیات بیبہ صلوات بر حیات — تمہ حیا تک جھم قسم لشہ می چھومے
کرینہ بیدا عشق منک جنگ لول — چنگ و رباب طبلہ مدہم لشہ می چھومے
نحن اقرب کنت کنزاً مخفیا — رائیت ربی در حرم لشہ می چھومے

شاہ آمین سرمہ لوگ یام دون اچھن
ہت سہ ساقی جام جم لشہ می چھومے

## لولہ بلبل

دارہ میلنے فلت آمو گُل — نالہ کیاہ جھم (دوان) لولہ بلبل
ہا گلس بلبلس دون گو مُل — نالہ کیاہ جھم (دوان) لولہ بلبل

مُولنِشہ کُنڈ دراو بوزنو یے
کُنڈس تہ مُولس ہیو ناو گُل
رنگہ رنگہ پھلمت گل ہر رنگ
چھوس رنگ گلاب یا سنبل
پانے ریوان تے پانے اسان
نہ چھو تہ زیرتے نہ چھ تہ شُل
ٹھُولس کتہ آو کو کرہ بند ناہ
ٹھُولہ منزہ نُوٹ دراو شور کیاہ تل
ٹھُولہ منزہ بیدہ گو جاناوار
کو کرہ منزہ دِگہ دراو پھوو کمی تل
شاہ امتہ بینہ ونتو ٹھُول کتہ آد

کُنڈہ نِشہ گُل دراو کیاہ خبر چھے
نالہ کیاہ چھوم دوان لولہ بلبل
رنگن منز باگ چھوی سو بیزنگ
نالہ کیاہ چھم دِوان لولہ بلبل
پانے پانس سجدہ دِوان
نالہ کیاہ چھم دوان لولہ بلبل
کو کرِہ بوز ٹھُولہ منزہ ہو اللہ
نالہ کیاہ چھم دوان لولہ بلبل
بولبوش تورے کران گفتار
نالہ کیاہ چھم دوان لولہ بلبل
ٹھُولہ منز نُن ادہ جوہر درا و

کل شئی قدیر زانن گُل
نالہ کیاہ چھم دِوان لولہ بلبل

# سماہ

ونیہ تہ روزتو اک دماہ
فکرتے ذکر انتو جماہ
گوڈنی ژہ شبیر تو پان پننُ

کُنہ گژھنہ بوزان ہا سماہ
کُنہ گژھنہ بوزان ہی سماہ
اتہ وچھ ژہ کُس چھُ لبسہ وُن

انز رن نہ گنزرن گو طماہ
ہا ڈِی ثرہ وکھ روح لطیف
بھونو فری کرہ بہ ز ماہ
ولوم ثرہ فنھک جامہ تررٹ
باقی ثرہ لشہ روزی لقا
رہبر اِمچ ہاوی ثرہ وکھ
تورک چھو بولو ژک چھو ہا
غیب الغیبہ لشہ انہ بے
تت چھوی گواہ قالو بلیٰ
دایم فرض قایم ثرہ نہ ان
شخص نہ کس کرہ بادشاہ
کل چھوی علم علمے لدن
سوی نرانہ لبش آسیہ بینا
بالان تی چھوی شاہ ایمن

کنہ گژھتہ بوزان ہا سماہ
گو ڈہ مارتن روح کثیف
کنہ گژھتہ بوزان ہا سماہ
ادہ اتھہ ہیُ گژھ چشمہ وٹ
کنہ گژھتہ بوزان ہا سماہ
در گنج مخفی بوزہ کتھ
کنہ گژھتہ بوزان ہا سماہ
ینہ روحنی چان کرِت چھو بے
کنہ گژھتہ بوزان ہا سماہ
آلان کماکان چھوی قرآن
کنہ گژھتہ بوزان ہا سماہ
عارفو نہ امکوی معنہ ڈُن
کنہ گژھتہ بوزان ہا سماہ
مربی چھو رب العالمین

حیوۃ النبی گو سوی باللہ
کنہ گژھتہ بوزان ہا سماہ

# عہد

آلو کرِ یوٚ وٚمیہ دلبرس دلپوٚنم لوٚچھُس چانے گرے

بے عارہ ژھنڈِم کوٚہ تہٕ وٚن دلپوٚنم ژہ موگزٕ بانبرے

اُن اَدِت وُن نتس مہ دِتم پانس نشے آخر وٚچھوم

راوُم نہ زانہ نے گوم گمُ ۔ نے ژھاے آیم مہ کھٹرے

وُن مہ دتم نتس ہیرہ ہیُن آلو مہ لوزم تہ بیوٚم ظن

واتِت بہ بیوٚ سے نِش لنُن کُن تھاوِت لوز ہازرے

گوڈہ چشمنی کر بیدہ کھور ادہ بروٚنٹ پکناونے ژہ نور

بارِ امانت چھوی ژہ بور عہدس تہ وعدس کُس فٹرے

الست بربکم چھوی گواہ اقرار کرتھ قالوا بلیٰ

نت جایہ گوٚسے مبتلا دل نِتھ میہ گوموٚ سندرے

مارِت النفس تھوز ندہ روح اثبات تھہ جایہ دراو ہو

موتو قبل ان تموتو یس موٚدتے کیاہ مرے

نے تہِ پیرن چھوی بار بار نے تتہ گرند تے نے شمار

عابد تہ زاہد تتہ مالِکار گفتار تہ رفتار کیا کرے

عارفن عطا چھوی معرفت بیدار دل گیِ تم سوچیت

سوی شاہ امین لوزکت بانہ یس نہ آسہ تس کیاہ برے

# چون امّار

مہ بالے چون امار ئہ گوس بیمار مدہ لو
مہ للہ وُن عشقنوی نار بہ گوس بیمار مدہ لو

ہِتس روس چھم نہ آرام گژھان کنتو صبح تا شام
گرے میانے چھو دلدار بہ گوس بیمار مدہ لو

دِمس کت نالہ سی تھٔب رٹن سوی زان ہوگف
چھہ آو اول زاول کار بہ گوس بیمار مدہ لو

گہے بیرون و درون گہے چون بے جگون
گہے آسان دربار بہ گوس بیمار مدہ لو

نہ چھوی تتہ دین و مذہب ہھوی تتہ روزہ نہ شب
نہ تتہ رفتار نہ گفتار بہ گوس بیمار مدہ لو

نہ یہ آسمان و زمین سو چھوی لامکان مکین
ہمس چھوی ناو بیعار بہ گوس بیمار مدہ لو

لبن منز باگ میالنی چھو کیاہ فیران جہانس
لفغ سان چھوی وفادار بہ گوس بیمار مدہ لو

زنگہ زنگہ چھوی سو ہیر نگ لو اس منز وچھک سنگ
گوڈن مار نفس امارہ بہ گوس بیمار مدہ لو

بہ لو یمہ شاہ یہ کھوژگ ندائے عنیب بو زک
ودوی تھاون سدوی الا رہ گوس بہار مد لو

ژہ چھوی وچھ گرہ آستان فدائت کرداں جان
گرہ گرہ کرنہ دیدار لو گوس بہار مد لو

اگر سرہ چھوی ژہ حیات نفیس بنی اثبات
محبطے گژھ ملہ زار لو گوس بہار مد لو

امین شاہ کرہ سخن لبس ونانی چھوک ژہ ون کس
بہ معنی زانہ گلکار لو گوس بہار مد لو

# نو بہار

تو لے یوشن چھ لجمز و نظر تراو
مبارک صد مبارک نو بہار آو

تو ے بلبل چھ نالان بوز کن تھاو
مبارک صد مبارک نو بہار آو

اگس بنہ اک یوان چھوی وانہ والے
یمبرزل مبور سن گوت کال یرائے

توے پوشن چھو اسن بنو بنوی ناو
مبارک صد مبارک نو بہار آو

گلن اندر گلابس مشک اذ فہ
مشک آسان نبر چھایہ کنہ اندر
عشق کریبدہ ادہ ژی مشک پر زہ ناو
مبارک صد مبارک نو بہار آو

گلابن کیا زہ رٹمت ہر جگہ داغ
دیانی تت چھو اسو دیش چھو منز باگ
دیان چھس گل زہ پالس کن نظر تراو
مبارک صد مبارک نو بہار آو

وچھوم کھاران رزہ پان عشقہ ہیجان
دیان سوی اتھ اندر چھوی میون جانان
دولس پوشو رزے لشہ پان مو گلاو
مبارک صد مبارک نو بہار آو

زنگار نگ پوش فولان منز نو بہارس
قمر سنو رتہ کو نتہ انتظارس
بلان دل چھوی گلن ڈلیت برال چاو
مبارک صد مبارک نو بہار آو

گچھ کو ٹھہ جاے رمز اچھہ پوشن
ژ ہ وچھبہ کیاہ ولیو رامت نبر پوشن
اژرت منز لولہ باغس دل ژہ سنبلاو ؍؍

امین صابو بہارِ آسان چھو ہر دم
گرزھان برہ گل ہیوان ادہ بلبلن غم

فولان یلہ گل تڑلان ادہ بلبلن تاو
مبارک صد مبارک نو بہارہ آو

## نثر و نظم

صا جوتڑی چھوک ہیرہ نہ بونے ژو پور تابان جو نوی گاہ
فایتماتو لوابو زم گئے پانس لنہ چھوم شہنشاہ
ذاتہ لنہ صفات پیدا کرت ژی سوی گو محمد رسو اللہ ﷺ
شاہ امینہ تحقق کرتھ ندس ناوس بیتہ تے تنہ ادہ تراوتی راہ

## نثر نظم

لا الٰہ الا اللہ کلمہ سر ہردم دمہ دمہ تھاوتو لکے ر
کلمہ زانن کلمہ ہُن کلمہ چھو عین ایما ن
عاشقن تحقیق کلمک معنی زاہدس خبر نو چھے
بے پیر انسان چھوی حال حاران رہبر لتس چھو شیطا ن
کتھ کر حاصل سپدک وصل کت وننہ کننہ سننہ آسے
یہ در حدیث نی چھوی قرآن کتھ منزہ کتھ نبران

کل چهوی علم الف تے لام مبهم ساری علم اتھ منتر ترا ئے
ناوتنت علمس چهوی علم لدن شاہ امین تی چهو پالان

# فارسی نثر و نظم

در دل من یار همراه دمبدم دیدار هست
گاه شنوا گاه بینا عاشقے دربار هست

همره خود یار دیدم دور از من ذره نیست
در شب تار جستجو کن سوطلبه الوار هست

ای طبیب من بیا شربت وصلم بده
درد مندم مستمندم عاجزم بیمار هست

یک نظر کن بهر از من چشم مازاغ البصر
بهر من او کیمیاے درد الم امار هست

آمدم زیر درت امیدوار شاه امین
از غلامانِ غلامان او غلام سرکار هست

---

کاتب پیر غلام محمد مخدومی محله مخدوم صاحب سرینگر